# "ماچھن"

## مجموعہ غزلیات کشمیری

غلام محمد مشتاق

پبلشرز

شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجرانِ کتب "قرآن منزل"

مائیسمہ بازار سرینگر

سنہ ۱۹۵۷ء

هُوَ القَادِرُ

بوجھس پننہِ کیٚنژن غزلن ہند یہِ مجموعہ کاشرِ
ادبہٕ کٕن مایہٕ ناز ہستین کمن منسوب کران۔

غلام محمد مشتاق
خانیار سرینگر ۱۳۷۷
۱۷ محرم الحرام

۷۸۶

# نعتِ رسولؐ

زٔی چھوک شہِ دنیاودِین — یارحمۃً للعالمینؐ
چھُوئی زمان چھُوئی زمین — یارحمۃً للعالمینؐ
محبوبِ حق چھوک بندہ بوٚن — پٔرٚت شاہِ مِلت نورٕ چھوٚن
ازفرش تا عرشِ برین — یارحمۃً للعالمینؐ
کُس ہیکہِ اندر جہان — زٔی یٔش مہ لبوامن وامان
ای صادق وہادی امین — یارحمۃً للعالمینؐ
شیطان دلوٗسِت نال چھوٗم — بیہ نالِ نفسک زال چھوٗم
چھوم چانہِ کرمک بڈ یقین — یارحمۃً للعالمینؐ
دینک بجہ نبہ راوِ لو — متہ برو نھٹہ نارس پادتو
کفرن چھ کرمت وہمگین — یارحمۃً للعالمینؐ
چانی گہن پرزہ لاومت — تنبہ لاومت سنبہ لاومت
شمس و قمر انجم بہین — یارحمۃً للعالمینؐ
اے شافعِ روزِ جزا — نورِ خدا شمس الہدیٰ
نظرِ کرم بر حالِ دین — یارحمۃً للعالمینؐ

مُشتاق کر عرضِ سُلام          سُوی چھوم شہِ عالِی مقام
چھوہ پیشوای مُرسلین          یا رحمۃً للعالمین ؐ

## سلام در بارگاہِ محبوبِ سُبحانی رضؓ

اَلسّلام اے غوثُ الاعظم نورِ چشمِ مصطفےٰ ؐ
اَلسّلام اے قطب العالم تاجدارِ اولیاءؒ
اَلسّلام اے فخرِ عالمؑ اے ولی روشن ضمیر
السلام اے چارہ کارِ بیکسان ای دستگیر
اَلسّلام اے دین کورتھن زندہ ای محی الدّین
السّلام اے عالمس منز ناو تہندُوی شاہِ دِین
السلام اے دین پناہا یادگارِ مُرتضی رضؓ
السلام محبوب سُبحان گنج اسرارِ خدا
تُہندہ ینہ نزول غفلتک گئہ زوال تہ روشن گیہ زمین
السلام اے وادِی درمان چھوہ توہِ ای امین
از ابد محبوب حق چھوہ سایہ تہندی عالمس
شانہ دارِ لیو در شب معراج لوہ پیغمبرس

السّلام اے نظرِ رحمت چانِ مشتاقس بکار
السّلام اے بیقراران جلوہ تہندوی جھوک قرار

## غزل نمبر ا

مژر امُت گُلن آشن اُمارن کُن وچھان چُھکنا
وُہان جھوک نار سینس بیقراران کن وچھان چُھکنا

فراقس چانِسی منز آرہ زن چھاوان ہلنی پان
پدین جھکک لسنہ فسمرہ دا غداران کن وچھان چھکنا

گھے دیوانہ دل تنبلان گھے راوان دل سنبلِت
یمن آوارہ زُلفِ شاہمارن کن وچھان چھکنا

چھوژہاین گرا ینی چانِن گمرُت اک عالماہ شیدا!
حسینن خوبر وین بے شمارن کن وچھان چُھکنا

چھوکو تاہ چانِ امارن یمن دیوانہ دل کرمت
شبس منز کاژہ زونے نہ ستارن کن وچھان چھکنا

ہمان چھا غم زمان بدہ لبہ دلن منز مول چھت دمت
فراقن طول کھبو واراہ مزارن کنٔ وچھان چھکنا

اگر چارِن خیالن منز بو چھوس کم پایہ چھوس واراہ
مہ واجم جوشہ جوئے کوہسارن کنٔ وچھان چھکنا

چھو ہاران ژہ ہایہ ہل چشمو دِل دیوانہ خونِ دِل
فتان زن سینہ بالن آبشارن کنٔ وچھان چھکنا

ژہ چھے مستی حسن دلتوٗلے مہ کرو تھم بالہ پانس داہ
جگر پاروژہ میانن جگر پارن کنٔ وچھان چھکنا

چھوای مشتاق حورن سازپیرت جوش لو کچار کر
ژہ بہندِ ن نازنین نازک اشارن کنٔ وچھان چھکنا

## غزل (طرح مہجور)

پردہ ظلمت مہ رخس از بالہ یارن آرسہ ما
سنبہ لاوان بیشمارن بیقرارن آرسہ ما

یا ونک رنگ فنور رخسارن دِلن ژہ ولمت ملال
نو بھلے لجنز امارن لوکہ چارن آرسہ ما

ڈل دِہس بٹ بالہ یارس وچھنہ آمُت عالماہ
نِکہ تارس ترتہ گِنداں دِلہ کیٔن قرارن آسِہ ما

شبنمن ذہراد جوہر پہرِہ دمتمُت سنبلو
لالہ میون منز شالہ مارن سیتِ یارن آسِہ ما

بوش کھنومُت گُپت گنگائے تہ اشبر ناگسِی
پوشہِ مت سُند روشہ درشن البشارن آسِہ ما

مند چھاداں آفتابس سرمہ ٹارِئن ہند بہار
کاڑ گومت زونہِ اندری ببہ ستارن آسِہ ما

وانکِ مستن لستہ کُرمِت نازنین بیتاب دِل
بامِ زرالومُت جنون شاہمارن آسِہ ما

کامہ دیومس گھاس ہیہِ ہے شامنی فیران ژولو
باگران مشتاق یارن روزدارن آسِہ ما

## رُوف

حُسنہ رُکس تھدتُل نِقاب لتیٔے — پوشہ باغن وُٹھے انقلاب لتیٔے
گل تہ بلبل دل منز انتظار رَس — البشارن تہ آو اضطراب لتیٔے
سرمہ چشمو کوہ دولہ تراوت نظر — ہوش راوان عشقن شراب لتیٔے

لولہ نارن سینہ کرمت چھ پریان
دا غدارن دل گی کباب لگئے

رودشہ یکھنا چھاووٹا ٹھو یاوُن
سازو سنطور والیو رباب لگئے

شامہ زھائے بالئے دِتہ درشن
نالہ راٹھہت زنیک لوٗاب لگئے

چھک ژہ آزادار لے کُس پرزہن چھوی
سالہ یکھنا نیرم حُباب لگئے

چارنہ رائے عالماہ دِیوانہ گو
چھک ستارن منز مہتاب لگئے

سینہ ڈلیشت کیتیاہ دیینہ ڈلمتِ
جوشہ آمُت چھ لوی شباب لگئے

بمہ خنجر عاشقن تیر رُستم
زلفہ پیچو کرہ ہم طناب لگئے

کوت پرارے مشتاق خانیار ے
لوٗلہ نامن سوزتم جواب لگئے

# غزل

گنے یم وارہ دلسی منز مہ چانی رائے دلدارو
زہ اچھ لوسم مہ پرارانی ژہ بے پروائے دلدارو

بہارس منز گلن باغن وَنن تہ مرگ سبزارن
ڈلن تہ ابشارن ہند ژہ چھوک سرمائے دِلدارو

مژرہ آو سُنبلن باغن اندر دیوانہ گی بُلبُل
پریشان زلفی چانین چھے شہمار ترائے دِلدارو

حسینو ساز کرُ پانس وِنِ ہُت لولہٕ ہر حورو
بران یِژھ چانہٕ دیدارچ ژہٕ مرِ نے آسے دِلدارو

ژہٕ اے مشتاق وِنتس مایہ چانے دِل چھو تو شاہی
دچھس منز عاشقو کرمژ ژہٕ کژھ چھے جاے دِلدارو

## غزل

دِلن منز جان چھوک مستانہ یارن ہند نظارا کرٚ
گُلن باغن بہارن تہٕ امارن ہند نظارا کرٚ

تمامن نازنین یوسف روین رٔز ژہٕ کرٚمژ چھیت
وندان چھی ٹاٹھو یاون بیشمارن ہند نظارا کرٚ

چھُو عالم چانِ وِہ بوزت کمت نادیدسی شیدا
ہمتن، ساسن، لچھن گامن شہارن ہند نظارا کرٚ

مُدا چھُوی کیاہ تھون پوشیدہ رویس پردہ وِن تُل تھد
چھو چشمن اشک جاری آبشارن ہند نظارا کرٚ

دپان دِل وارہ وچھہ ہا یارہ سندِس روی خورشیدس
مگر لاران سہٕ زن شہمارن ہند نظارا کرٚ

مژر آمُت یمَن ونہ ہُن مگر ونہ لَس نہ ٹھاران چھی
یمَن نازکبدن حُورن اِشارَن ہند نظارا کر

اِشارن پیٹھ نژان چانین کران چھی نازبرداری
پرزلہ ونہِ زونہِ آفتابس سِتارن ہند نظارا کر

ژہ چھکھی آدیل نہ زاوِل نم تہ کرمت شانہ چھوی مولیس
میہ چھوی سرمہ دوان چشم خمارن ہند نظارا کر

جمالِ حُسنی چانی کرِن مشتاق دِل خستہ
بیچارن دلفگارن بیقرارن ہند نظارا کر

## "پھولہ وُن بہار"

ہوش دِتو پوشن بادِ بہاری — جایہ جایہ مشک گو جارِ ئے
روشنہ مت پوشہ سنبرن ساری — جایہ جایہ مشک گو جارِ ئے
یمبرزل کرنہ لج پیالہ بَرداری — مسولن گیہ شرمسارِ ئے
بوش رلو سنبلن ہیہ گلناری — جایہ جایہ مشک گو جارِ ئے
میلہ مٔتِ لاکہ بَرِ ڈنگہ سُواری — سارِن ژج غم خوارِ ئے

سَرہ پمپوشن کیاہ چھ گلکارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
مہول گو گارِین بادم وارِی  ختُنس لج خریدارِئے
گاریوک رُٹ سیاہ خال رخسارِی .  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
بُلبُلو نالہ منز گُل رنگ سارِی  شہرہ گو کوچہ بازارِئے
دیدار دیُت از یارِ کس یارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
شولہ وان باغن گام وشہارِی  سرو تے فرس چنارِئے
لوہ کرُ پوشن گوہر بارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
لالہ آی فِل فِل منز کوہسارِی  خوشبو ہیُت ژھ وپارِئے
بادِ صبا ہس شوبہِ پارِ پارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
منز باگ سنگرن ہنزہ دیوارِی  فجمز شالامارِئے
پوشو حاصِل کر جہاندارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
شُندرو سنبرتِ پوشہ انبارِی  زُلفن سیت بند کارِئے
عاشقن دِل متیای اہہ بازگارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے
دَدہ وَنی عنبر سبزارِی  رَو تراو نو بہارِئے
سو نتس وِنتو کُس کھیبہ دارِی  جایہ جایہ مشک گو جارِئے۔
ماگھہ ژُول داغ جھس ہینی لارِی  اشکی ٹارِ برِ بارِئے

ہیہ پوش فلِ فلِ آیہ ژو یارِ ی جایہ جایہ مشک گو جارِ یے
مشتاق فیران ناگہ سبزارِ ی نیب چھوس ھتومُت یارِ ئے
بلہِ دلِ میولوئی ژلہِ بیمارِ ی
جایہ جایہ مشک گو جارِ ئے

# خزان

خزانن گُلِ ہراوِن شالہ مارس کُن وچھان چھکنا
کلیٚن وزہ جار کھتو وتھرن امارس کن وچھان چھکنا

ونلِ ولِ جامہ بوٚنیو نارگنڈ نک ہردہ کے تاوے
تھکاہ کڈ ناگہ رادو ابشارس کن وچھان چھکنا

چھہ درامژ گرلیں کوراہ کاٹھہ بکبنی نالہِ پٹ بھوت ہینہ
ہبٹن بیرن چھہ خاموشی نظارس کن وچھان چھکنا

چھوکہِ سو نتک سو شور وشتر کجا گرز آبشارن ہُند
دوہس رالتس تہ شامس تے سحارس کن وچھان چھکنا

زمینس تاوِ وتھو دُود مت چھو نلے زنتہ یارا ہیو
گُلِس داغاہ تھوت ژدل سبزہ زارس کن وچھان چھکنا

مژراۓ بلبلن دیوانہ دِل گستور کُل گیمت
گلن کرہیو فائی جانوارس کُن وُچھان چھکنا

شُوشُر، شوٗہ، نارہ تئت ہر دن چھ بھومُت زہایہ وِنہ پرِدن
کرِن ہر باج وطھ کانگرہ نارس کُن وُچھان چھکنا

قیامژ تام ہر دن، سوٗنتھ، صُبحن شام ییہ آسن
کرن مشتاق نی پروردگارس کُن وُچھان چھکنا

# غزل

ہتے وسِ ارنہ رنگ گوچھے مہ ہی پالس بہارس منز
گنجس شینہ مارن گمہٕ آئے بودانے دانہ ہارس منز

کرِدم سودا مہ الفتکوی طمع آسوم بو تنبہ لیٖ لیس
ختم سرمایہ گو دن زُو دِتم اَت کاروبارس منز

مہ طاقت گفت ورفتارک ژہ یُدنیو بھم کرِت جادو
فراقک چشمنی ہُنداوش ژہ کاری پرِت شہارس منز

ہمان جیھوم غم نہ اک دانے نہ مرگِ ناگہان ایوان
ستمگارن ستم کرِنم مہ بالے لو کہ چارس منز

پریشان زلف پٹھ دوشن خمن منز دم منہ یران چھُم
نگہبان حُسنکس گنجس چھہ شہمار شالمارس منز

کرِم اَتھ لولہ نارس گت لگوم معصوم والنجہ ژھوک
گرک مر ہیم نہ یازالک چھو چالنس اختیارس منز

چھو مشتاق بادل خستہ وَمان لتس پالہ یارس کُن
لبانی کانہہ اثر چھکناتہ میالنس زارو یارس منز

## غزل

پَروا بُرت نہ میونوی دِل چھون سنگ خارا
دَرتن منہ لولہ نارے کرِتھم ستم ژہ وارا ہ

چالِن فراقس منز باسان ژہوُ ہ وَرِ ی چھم
معصوم دل منہ جورِ کرتم کرم خدارا

یت جایہ روے ہاوک قربان سر کرے بو
محرم سِرن تہ میانن چھوی حال آشکارا

لُو کہ پامہ دی کرِم گندِ سور یوم گاش ودِ ودِ
بُد چھے ژہ بے نیازی کرتھم نہ کنہہ چارا

یم دٗادِ غم ستم چھِم درمان ژی مِہ کرٗ تم
ونہ کٗس سوامہ ژی کٗس دردل تہ غمگٗ را

شوٗبے فدا لو پادن ینہ زاہ جُدا مہ تراوک
مشتاق منتظر چھُس بوزم مہ نار و پارا

# غزل

جانانہ وچھتس مایہ ولو رایہ کمیو چھُوک
بے داہ بےپروایہ ولو رایہ کمیو چھُوک

منصورہ سندِ پاٹ دارہ پیٹھے لولہ لاے ناد
کرٗتوون میون پایہ ولو رایہ کمیوٗ چھُوک

کوہ تراوتھس لو بہ ہر حدن منز گوک رٗوانی
یاوٗن مہ کرتھم ضایہ ولو رایہ کمیو چھُوک

برمرتِ ژہ نیونک کم توٗے سُند وچھوک نہ وچھانی
رکمہ حُورہ دِ پونے دایہ ولو رایہ کمیو چھُوک

چھوک شانہ گرت زلف خمن یارہ شوٗبانی

ہُرِنے ژٕہ میولوٗنی آیہ ولو رایہ کمیو چھوٗک

ارمان رُودم یارہ وچھت نالہ رٹت بو
پرمَس ژٕہ چوت کمہ شایہ ولو رایہ کمیو چھُوک

یُدوَے ژٕہ روزک پانہٕ کھٹِت لونہٕ کرتاوُت
ون ہو دِتھے پرت شایہ ولو رایہ کمیو چھوٗک

بلبل گمت درماندہ چمن سوسنیو مُت رنگ
اے سونتہٕ کے سرمایہ ولو رایہ کمبو چھوٗک

ہیہ مالہ اشِچے جویہ پوش ھمہ پادلوٗ سِمہ نا
پاتالہ کے ناگرایہ ولو رایہ کمبو چھوٗک

مشتاق گومُت متو چھوڑی رنگین خیالن
سنگین دلِ کھدرہ پایہ ولو رایہ کمبو چھوٗک



# غزل

سینہ زالُن دِینہ ڈالُن لولہ نارَس کارٕ چھُوی
ژھایہ رُوزِت ژورِہ دل ییُون بالہ یارَس کارٕ چھُوی

یارہ چانِ چشم خمارن دل تہ ژِٹھ تنبہ لاؤ نم
چانہ وِتہِ ہنز لرٕ ٹھ ڈونِ مہ خاکسارس کارٕ چھُوی

ضایہ یاوُن کوراماَرن انتظارَس یارہ ستیٖ
لولہ نظرٕ وعارہ انہ لوٗئُ زارٕ و پارَس کارٕ چھُوی

سِمتیہ کی لوُٗزمنی دیوت ہوش سانیٖن بے دِلَن
وہم خوفک قلعہ ترادِن جان نثارس کارٕ چھُوی

رُوشہِ مِتِ دل منہ نادلن ناز برداری کرٕنِ
جوٗیبارَس سبزٕ زارَس شالہ مارَس کارٕ چھُوی

آبشارَن جوش دیوٗن آرن، نیٖن، رنگین نظارٕ
وَندہ نیرِت سوٗنتھ کالَس لوٗبہارَس کارٕ چھُوی

پوشہ برگَن بلبلو لیُوکھ سوز دل اندرٕم وِداکھ
بازٕرن، کوچن اندرٕ تی اشتہارَس کارٕ چھُوی

یارہ سنزِ رایہ لیس مشتاق دِلومت مایہ دِل
دارہ ہارن اوش دِتے پٹ لتس بچارس کار چھوی

## غزل

جانانہ مہ چھوم خارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو
پروانہ دزس نارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو

بلبل تہ گُل چائین اشارن پٹ چھ کران ناز
اے باغہ کے بہارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو

رنگین کمانو مارہ کِرِ ہنگ ساسہ بدن ژدہ بانِ
چشمن تہ چھوی خمارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو

پانژن، دہن مابلکہ چون ساسن لچھن امار
بے چارہ بی چھوک چارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو

چائن فراقس منز چھ چھاوان آرہ ہین پان
زلہ وٹ گژہان صد پارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو

مشتاق دِلومت مایہ چانے سایہ چھوس چھونی
دِلدارہ دلقرارہ ژہ کرِ وارہ وچھت بو

# غزل

ژٕ یکھنا پوشہ منہٕ روشے وچھکنا بیقرارس کنُ
چھ وٕتھمت جوشہ وچھتو شالہ مارس لالہ زارس کنُ

فراقہ تھاونم للہ وُن تیو لنگل تُلہ وُی مِہ وُہوُن ہیو
یہ زاجم بالہ یارن وَس مہ لاگِت لولہ نارَس کنُ

یہ شب زیچھیاوٕ زیچھائی چھوزن زلفِ دَراز چولوٗئی
امارَو ترادہِ کر صبحو وچھان چھُس پرِت ستارس کنُ

جہالس منز چھ ساری چانہ دیدارک تمنا ہٕت
سمبِت ساری گدا وچھتو ژٕ یہندس انتظارس کنُ

کمَن حورَن تہٕ سُندرَن مَہ جبین روَمُت یادُن
وچھکنا روشہ یہندس لولہ نارس لو کچارَس کنُ

چھ مالکم کنہہٕ چھ وارَاہ چانہِ پرٕژھ دیوانہ دِل گیُت
تھوکنا عارہ رستیو کن ژٕ یہندس زار و پارس کنُ

مہ چھوم [redacted] سہٹاہ یاوَر لوٗبے مشتاق چھم شادی
یہ دل دیوانہ گو چولوٗی شکر پرودگارس کنُ

# غزل

دِلدارہ میانے غمگ رَ ےے — وِن کِتہ پرارَے باز یتمو

معصوم تن ہورا جنتھم نائَ رے — ون کِتہ پرارے بازہ یتمو

ادتن میون ڈلیشت یمہ آبشار رے — مندہ چھِیہ مشرک حس تہ ہوش

گُل تَر باغن فٹ کوہسارَ رے — ون کتہ پرارے باز یتمو

چشمو خشم کرر زلفو مارَ رے — ول مایہ چانے بیشمار

یادن سور لوؤ ٹاٹھولو کہ چارَ رے — ون کِتہ پرارَے باز یتمو

گھرہ بار تراوم چانہ امارَ رے — غصہ کیاہ گوی کو ؤ نتوئے دراکھ

کانہہ لوڈ لو ٹھم چانہ انہارَ رے — ون کِتہ پرارَے باز یتمو

مشتاق عاشقن چھا سنہ شمارَ رے — یارس ژھارَان صبح و شام

تن چھے پوش تہ دل سنگ خار رے

وئن کِتہ پرارے باز یتمو



# غزل

مَتہ ترأوتم جانانہ ییم نالہ رٹت بو
کرتھس بومژ دیوانہ ییم نالہ رٹَت بو
گُلروِیہ ہیے زاگ، گُلُن، بوستانن منز
مَتہ لاگتم بیگانہ ییم نالہ رٹت بوٗ
ارم چانِ حُسن جامہ ژٹہ ناوُ لالہ تہ مسوَل
سنبل تہ گیمٔ دیوانہ ییم نالہ رٹت بو
خمارہ ہیتے مارہ منے نارہ دزم تن
شمعس چھپے پروانہ ییم نالہ رٹت لو
اِنصاف خدارا ژہ کربیداد ستمگر
گیسو کرِت زولانہ ییم نالہ رٹت بو
چشمن اندر جادو گری مژگانہ لایان کان
پیچانہ زلفِ شانہ ییم نالہ رٹَت بوٗ
گامَن، شہہارن، سنگرن، رادن، کولن آرن
ژہارت بو مجنون خانہ ییم نالہ رٹت بوٗ

بے عار عشقن نار کران مارہ معصومن
رسین کران بریانہ یتم نالہ رٹت بو
ہیہ مال گیسو تھامہ لوکے پامہ گلان چھس
کیتہ چھوک ژہ ننن ناوانہ یتم نالہ رٹت بو
گل جوشہ وتھمت البشارن ہوش وحس رودک
بلبل تہ چھی نالان یتم نالہ رٹت بو
مشتاق لایان لولہ آلو بالہ یارس کن
دستگیر سندہ آستانہ یتم نالہ رٹت بو

## روف

نالہ دمہ نا جامہ ژٹہ نا گلبدن
یار ژلو مے رودمے منز سرحدن

شامہ ژہا تے زہایہ رودم کس رتنشے
تیر ستمگ حورہ ہے لایم گشے

کانہہ جواباہ سوزہ نامیارن خطن
یار ژلو مے رودمے منز سرحدن

بیکسی ہند میارن آلو بوزہ نا
اک شباہ چھ رازہ ہیوبوی روزہ نا

بالہ یارس خون چھم کا وس ون
یار ژلو مے رودمے منز سرحدن

الف قد چھوی شوبہ ون سرو روان
لی وچھت چھوی عاشقن سند دل ژمان

گرایہ تمہ جے ضایہ دل گی سُندرن — یار ژلو جے رُود جے منز تُمر حدن
عشقہ صدریں تھاہ مہ لایم بی خطر — آولینی منز بوڈیمیژ چھس سُندر
ہوش یا دم چھس دیوان منز گوتن — یار ژلو جے رُود جے منز تُمر حدن
آتش چانی یارہ ہر دم چھس بران — ای میو لوی رد ز و شب گی ھننے ہُران
شوبہ ون نہ لُوبہ دُون چھکنا مدن — یار ژلو جے رُود جے منز تُمر حدن
سنبلن پینبز لن آ مُت شرر — آبشارن شالہ مارن شور و شر
گل ہمیت دیوانہ دل جا[illegible]ورن — یار ژلو جے رُود جے منز تُمر حدن
نظرہ چانے ہرنی منھژ ہال ستے — رابہ چانے سندرن گو حال سنے

چانہ ونہ مشتاق ویہ ناتن تہ من
یار ژلو جے رُود جے منز تُمر حدن

## غزل

چھوژلو مُت ابر کوی گنہ زول نوی بسمار پیدا گو
ڈلس و لونان ہموشو ونس گلزار پیدا گو
کمن چھدقن کھین، کھراشن بہارن لالہ پھلرادن
گمن دوریانہ بُلبل ہردہ بیہ یکبار پیدا گو

وگو وُٹ گمہٕ ڈ زلِس نوٗرن نہ حور موجہاز ہتو کرہ نوٗی
سنگرفُل جالواروہتو گبُون دِلدار پَیدا گو

پوہن، ماگس، جبینس داغ پیہ تُل جوشہ گرزارو
دِلن دلو ہوش دلدارَو نوٗمی لو کچار پیدا گو

زمانن مشکلن میانِن برُن گوڈ مشکلِن جھوٗس
ہوس کیاہ طوفانک مہ سنگین نار پیدا گو

پنن زود ِت دیان جھوس زندہ روزان گژھ پنن باقی
لوٗے میانِن انجمن اندر لوٗی خمار پیدا گو

چھ مادوٗن، ترن، دمن، ہیندہ ہن جہر چانی لجھن ساگن
اشارن پرٹ کران تَس تن جدا انبار پیدا گو

گژہان چھم برانِ پرارانی وچھانی خوبرو دین کُن
مگر انہارہ چانے کرنہٕ کانہہ نو یار پیدا گو

سمے نوہ زمنہ کوٗی آلوٗ دوان کو ہوسنگر مالو
لوٗے مشتاق نو یاوٗن نوٗی امار پَیدا گو



# غزل

سر پارہ ترادَے کھور تُلہ    بَلہ یو نظرِ ے چَانے
سونہ پاان گور ںقم سر تلہ    بلہ یو نظرے چانے
دورِ رہ چانے شُور ملَہ    مَنہ ژ لنہ معشوقہ میانے
نیری ژہ کیاہ سنہ امہ ٹلہ    بلہ یو نظرے چانے
امہ چانہ حسنک غلغلہ    مشرِق تہ مغربِ زانے
گام و شہر کرہ جنگلہ    بلہ یو نظرے چانے
پمپوش فلمتِ منزِ ڈلہ    پراران شکارِ ہ چانے
دِلدارہ نمِ رٹ تیل بَلہ    بلہ یو نظرے چانے
مَسول تہ بیہ ینبرزلَہ    منِدچھیہ عنبرِ ہ چانے
سنبل و ناان کتھ سنبلہ    بلہ یو نظرے چانے
تھدِہ پایہ برترافضلہ    مشتاق وُل مایہ چانے

زلفو کرہ یم ہا نکلہ
بلہ یو نظرے چانے



# غزل

وچھنہ وسٹے دوستدارن کرِتھ مہ کرم گرای تے
راگ دلچی بوزہ نا دیوہ فیرہ ہے لس مای تے

خونہ سگہ ونت خارزارس لولہ گلشن مہ بناوُ
نازنین رنگین خیالن کرِتھ مہ شیرم جای تے

میانِ ارمان سیت ہت گو لولہ ہوت دریا ایران
فکرہ نی منز چھس لو ڈیٹر ذکرہ وچھم مای تے

ظاہرا میالن نصیبس زھا نڈ تھاوُ مژ قدرتن
نارہ رستوی یار لوہ چھوم زیٹھ راوان نیای تے

باثر میخانہ چونوی ساقیا پیمانہ چون
پیالہ چت چھم سوزش دِل جی ہران ہیوای تے

چھم وچھس منز جای کرِمژ لولسی روزس کران
لولہ الولس کران نا میانِ دردل رای تے

دم ژہ رٹ از رنج وغم مشتاق دِل آزاد تھوُ
چارہ کیاہ لس چارہ سازس جون کرہ لس پای تے

# غزل

چھوشہرہ گام وشہرن منز نوٗن آش امارن ہُند
چھنِت پیہ مہرۂ واوس پیر دھیت یاون بہارن ہند

کران آبادہ ویرانن بہار نو آش ہیت آمُت
خزان زدہ بلبلن زندہ گی دوان لپے شالہ مارن ہند

وگوگتہ کاری ونت صُبحکی نوزن سنگر پرزہ لیہ
ینبرزلہ آو شبنم سازہیتھ نازن نظارن ہند

دِلس ہیت چھ ماگھس داغ سرن ہمپوش لگِ فولنِ
کنڈیو برچاو لوشن ہندلنا طو آب شارن ہُند

بناوان مشکلن آسان گران سنگلاننی مِسمار
طُفانن برونٹھ روزان سینہ سپر ماہ پارن ہند

زنان نارس اندر آلو دِوان اولہ چھ یم یارس
بجز بخشان حُسنس ناوُتمی جان نثارن ہند

نوِس دورس اندر ساقی نوِی میخانہ شیران آو
محبتہ کوچھی بران کھاسن چھوُس مستانہ یارن ہُند

زمانک انقلاب پانے دوادادِن الوان بنہ تھی
چھوای مدمشتاق ہیُوی آلو بِستارن کوہسارن ہند

# غَزَل

لوِی بُلبُل لوِس باغس لوُی گوژھو انقلاب آسُن
لوِن مستانہ یارن گوژھو لوِی لولک شراب آسُن

چھ کرُمت پرالوِی سازو تہ نغمو دل سِتھاہ مدہوش
تھوِی ہیتو ہوش گژھ پیدا نہ گوژھ چنگ و رباب آسُن

غریبس خون ہارُن گوژھ نہ زاہ جابرِ پنجس تراوُن
یہ ابرچ زہاۓ زالت گوژھ دُوہے نن آفتاب آسُن

بہار لاخاص و عامس گوژھ قرارچ شیچھ دوان ہیتھ ین
لوِی گوژھ جوش قومس دِین دِلن گوژھ آب و تاب آسُن

مِشن گژھ کج ادائی بیوفائی یارہ سنز یارس
لوِی یاوُن نہ گوژھ چھاوُن لوِی نو گوژھ شباب آسُن

عشق چھنس حسن عشقس وِن گژھ راز ہمد بگر
نہ گوژھو عشقس فراق آسُن نہ حسنس گوژھ حجاب آسُن

ژ ہ ٹھوٗ مشتاق دِل روشن ہمت قائیم طوفانن منز
مُبارک اتھ لوٗس با غش ژ ہ ہیو فولوٗن گلاب اسُن

# وَندہ

## "بہارس اوٗش چھوٹارِ ٹن ہیڈ"

وندن دیوٗت ڈیرہ ہر سوٗ شالہ مارن لالہ زارن منز
ڈلن، آرن، کولن تے آبشارن مرغہ زارن منز
زُٹن کم جامہ ہیوا یہ ہمین چھندر رمیستن گلُن
نہ ٹھونگ آلِ ہر دن ہُوی چھو ٹھوٗمت جالوارن منز
خموشی ہر غزارن ہش چھ از کوچن نہ بازارن
نہ رنگینی چھ شامن منز نہ کنہہ جستاہ سحارن منز
زمین بے حس گمرواراہ عجب مستی زمانس منز
اڈین گیمژ قبر کھٹی چھ کنہہ نازن نظارن منز
چھ ٹھوٗمتِ پان معشوقو ستن پردن اندر ژوٗرے
مگر ہیوٗ ہردہ ژھیتہ دشمنُ ہمن مستانہ یارن منز

بہارئیں اُوشِ چھوٹارِ ئن سیھاٹہ سینس داغ چھس لارِی
نہ چھو شاہ آفتابس منز نہ تابش زونہ تارَن منز
ونے کیاہ عالمِ حیرت چھوای مشتاق ییز پأرِ ٹھن
کران آتش پرستی ازچھ گامن تہ شہارَن منز

# غزل

| | |
|---|---|
| لولہ منز رٹن شاہا نہ ہے | جانانہ ہے جانانہ ہے |
| لُس پیٹ گیس دیوانہ ہے | پروانہ ہے پروانہ ہے |
| معشوق میون فولمت گلاب | گلزارِ حسنس لاجواب |
| چھوم لعل بدخشانہ ہے | تابانہ ہے تابانہ ہے |
| شہہار او یزان ہیرہ بُن | ڈلیثت ییتہ ساوان چھو زیٔن |
| ہیچانہ زلفن شانہ ہے | زولانہ ہے زولانہ ہے |
| قدشو بُون سرو رَوان | گلدستۂ باغ جنان |
| کھدِہ پایہ چھوم بڈہ شانہ ہے | لورانہ ہے لورانہ ہے |
| زول شامہ زہائے زورہ تے | دی یار گوکس جورہ تے |
| چھس بند در زندانہ ہے | گریانہ ہے گریانہ ہے |

خالِ ہندو منر چینسی — گلنار فلمتِ سینسی
شوبان باسامانہ ہے — رندانہ ہے رندانہ ہے
انصاف کر بہرِ خدا — منہ تزاو تم یارو خدا
سینس کراں بریانہ ہے — مژگانہ ہے مژگانہ ہے
مشتاق چھوم تمسند امار — سوی میون یادان لو کچار
بُربقوس پیمانہ ہے — میخانہ ہے میخانہ ہے

## ”دوف“

کتوُی گوم مارہ متوُی — وِس وارہ ونتم گوم کتوُی
ژورہ ژلومے لتو لتوُی — وِس وارہ ونتم گوم کتوُی
وادہ صبحکہ رَد تزاوُ — لس لالسی میون حال باوُ
نیب وننہ لارِس تتوُی — وِس وارہ ونتم گوم کتوُی
برَمہ رادم کِم سوُ یار — چھوم بالہ زالان لولہ نار
کس سناگہ مرت متوی — وِس وارہ ونتم گوم کتوُی
معرکس سِر تزاوُ تمُ — سرہ آدنک مشراو تمُ
سوچھوے خمارہ ہتوُی — وِس وارہ وَنتم گوم کتوُی

گام و شہرن سر حدن   ژھاران لوسئ گلبدن
چھوم تہند مارہ متوٗی   وسئ وارہ ونتم گوم کتوی
بالہ تہندی چھوم امار   سوی میون یاون لو کچار
لولہ کرس نالہ متوی   وسی وارہ ونتم گوم کتوٗی
ہوش ڈولمت سُنبلن   ژکہ چاوٗ موکھ بینبر زلن
دشندِ گُلن پوشے متوٗی   وسی وارہ ونتم گوم کتوٗی
پراسودن جھس لو سُندر   مُشتاق دلبر وارِہ کر

پرزلہ دُن لورہ فتوٗی
وسی وارہ ونتم گوم کتوٗی



# غزل

دِل خستہ چھُس در انتظار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

کرِسے بو سَر پادن نثار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

عشقن کرِس تہ بد نام بو
ژھاران دلبر کوہ بکوہ

ابہ نامہ سوٗی دلگوٗی قرار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

سِر باوہ حالتس سارِ بو
لولہ منز کرِئسے ہوتہ ہو

نہ ماگرِ حصن سِر آشکار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

لعلن اندرلتس جائے چھم
ہیوایہ تمسنز مائے چھم

اکہ جلوہ بلہ ہا چھس بیمار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

مجنون چھوم منز نجدہ وَن
چھُوم لیلہ سوٗی چھوک در بدن

چھس دورِ رن کرمژ شکار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

محرابِ من خالِ سیاہ
تتَ چھینی منز جائے گاہ

چھُوم سجدہ تت کرُن بار بار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

وِن چھس دِوان کوہسار نی
پے چھس ہیوان گلزار نی

دلوانہ چھس چھوم خارہ خار
وسِئے مہ روٗٹھم بالہ یار

زلفِ سیاہ گُلمار تے — چھوک قتل عاشق کار تے
مِژہ تیروی کر پارہ پار — وسئے مہ روکھُم بالہ یار
جانانہ چھوم نازُک بدن — تابان زَن دُرِّ عدَن
مشتاق پرارس خانیار — وسئے مہ روکھُم بالہ یار

## "روف"

ہیتے وسئے لالہ انتن ازسا لِئے

لس کامہ دیوس جامہ لاگت مولا لِئے
سنہ ہیے مہ کورنم دُور ہتونم ازا رِلئے
ہیتے وسئے لالہ انتن ازسا لِئے

ھنہ ہنہ کرنم ترنہ شرا کے پرکا رلئے
مِنہ منزبولہ لون بال کرنس ووڈ ا رلئے
ہیتے وسئے لالہ انتن ازسا لئے

ہیٹے گیتیاہ زلفہ گیرٖ سیت گلا رلئے
حسنیچہ زِھیہِ سیت ترٹہ رٹمنِ وُزہ مارلئے
ہیتے وسئے لالہ انتن ازسا لِئے

چھوس خال شو بان چینی منز کمہ چارلئے
محرابہ بمن دون اندر حض بلا رلئے
ہتے وسئے لالہ انتن ازسا رلئے

ہیہ مالہ دلبر گوم تراوت یا تا رلئے
خمارہ برت چشم جادو بنگا رلئے
ہتے وسئے لالہ انتن ازسا رلئے

کمہ دانہ چاوس عشقہ مس بو کلہ وا رلئے
ژھلہ دل مہ نیونم حال کرہ پئتس جا رلئے
ہتے وسئے لالہ انتن ازسا رلئے

مژگانہ تیرو بالہ والنجہ ژٹ نزا رلئے
مشتاق سر پا زلف شہمارہ چھم نا رلئے
ہتے وسئے لالہ انتن ازسا رلئے



# "رمضان روف"

دچھتہ وسئے کیاہ جان شوبانئے — ٹاٹھو حقہ سُند ماہ رمضانئے
سوز مُت چھون جانن جانانئے — ٹاٹھو حقہ سُند ماہ رمضانئے

روزداری دَرکار روز شمار — روزہ داری بلہ ران دِل بیمار
روزدارن ڈکہ نور تابانئے — ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

شب قدرسے مُدھروی مس باگران — اَت رالس لچھ راثرن ہنز شان
امہ راثگو نازل فُرقانئے — ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

وچھتہ فانی دوہہ اکہ گژھہ شمسار — عَملو رسو آسہ ما بیہ کانہنہ یار
رُت وُوہ بینہ رُت گژھہ لونانئے — ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

ازچھو رحمت باگران شام د سحرن — حق راضی سارنی دیندارن
امس نہ نیرو کروے شکرانئے — ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

شب قدرے عالم نوری نور — بارہ گنہن دزتھی سپدان سور
دُلہ پھیرو پرت کنہ استانئے — ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

یاالٰہی انتک رحم دوہ حبل — یہ دین سین ژلہ اسہ کل
کرتہ ساتی مشکل آسانئے — ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

کونہ وئس ہیوزمین پٹ آسمان
ناؤ مسلم کرلوتِ شیطانئے
شامہ زہائے نیرو رُوف کرہ وَے
منہ ناؤن روشہ ون جانانئے
روزہ دَرِ دیر لالہ چھوم امت باز
لالہ پوشن کرمس ہیمانئے
خانیارے مشتاق بوزہ ناوان
روزہ نغاد ویرارد لورانئے

دینہ ڈلمت ازکل چھی مُسلمان
ٹاٹھو حقہ سُند ماہ رمضانئے
رمضانس لولک آیہ پَروَے
ٹاٹھو حقہ سُند ماہ رمضانئے
لس نتہ ون ادہ کس کرہ بو ناز
ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے
سگہ ناؤون پنہ لوی دین وایمان
ٹاٹھو حقہ سند ماہ رمضانئے

## "عید روف عید الفطر"

عیدِ آمژ کونے چھوہ تو شانہ تئے
عید آمژ گام وشہرن سرحدَن
تو صبح لو شام لو لورانہ تئے
باغ حسن لالہ خلعت بے شمار
عید آمژ دادِ نی درمان تئے
لولہ میران عیدگاہ کن دیندار

نیرو سئے ازچھونا شادیانہ تئے
عرب وعجمس روم وشامس بیہ عدن
نیرو سئے ازچھونا شادیانہ تئے
زُرج دلن خواری نہ رحمت چھوک قرار
نیرو سئے ازچھونا شادیانہ تئے
گلشنِ اسلامسی آمت بہار

سارنی دِئن سجدۂ شکرانہ تےٚ — نیرو سئے ازچھو ناشادیانہ تےٚ

جایہ جاے ازچھو جلوہ کوہِ طوٗر — روزدارن فرحتاہ دلنی سروٗر

ارضو فلکٕ تہ ملک خندانہ تےٚ — ″ روزہ مافیش چھ مارسم ورِواج

روزہِ ماتوٗ تہ کورہ اسن سیٹھ راج — روزہ نی ہند پوشہ وُن یارانہ تےٚ ″

نازنین روف کرو چھس ناز تِن — شوبہ وُن تہ لوبہ وُن دُرِ عدن

شمع رولیس سانہ بدپروانہ تےٚ — ″ سازنو سامانہ نوٗ کرحوروی

لولہ گنڈمتِ دُرِ چھنا منتورہ وی — ہوشہ وسرے دل تہ گی دیوانہ تےٚ ″

لوکٕ تہ بڈِ از چھ ساری خوشجمال — کینہ کراز کینہ ہند رگٹ ملال

دل تہ شل ڈِکہ نور زن تابانہ تےٚ — ″ باگراوان مس مدھر پروردگار

سارو عالم ازچھو نا امیدوار — غم تہ زُلِ مشکل گمت آسانہ تےٚ ″

گلشنن ژامُت سولی بادِ صبا — تازہ شیچھ ہت بلبلن کن مرحبا

آدِ شبنم ہت گلن عیدیانہ تےٚ — نیرو سئے ازچھو ناشادیانہ تےٚ

نور ڈلبتن مندہ چھومت آفتاب — کاژہ گجر مایہ و جمژ ماہتاب

عید چھے مشتاق سوی جانانہ تےٚ
نیرو سئے ازچھو ناشادیانہ تےٚ



# "عید قربان رُوف"

روشِہ وچھ نے نیروَ ئُے جانائے
عید آیہ تے کروے شادیانئے

عید قربان سارہ نی رُت پیغام
عرب و عجمس ایران روم تے شام

دادِلدہ نے دادِن درمانئے
عید آیہ تے کرہ دے شادیانئے

حُسنہ باغس فلمِت رنگین گُل
جل تہ کستوریہ تہِنہ رنگہ بلبُل

لولہ لولان ازچھ کمہ انہ مانئے
عید آیہ تے کروے شادیانئے

شولِہ صبحن شبنم گلستانن
محنتہ جرئے امت دامانن

روشہ پوشن ہتھیسو عید یانئے
عید آیہ تے کروے شادیانئے

لُوکِ بڈنے بُڈِ درائے عیدگاہ کُن
تہٕ سارِن معبودس چھوک نمُسن

بار صاحبس کُن کران شکرانے
عید آیہ لےٚ کروے شادیانے

لالہ فلِہ وی چھندہ بُر جِہرہ دیارو
یار بھائی ہیتھ فیران بازارو

کوہ تہٕ دریا صحراو خندانے
عید آیہ لےٚ کروے شادیانے

گام وشہر واز چھونا برمُت چاو
ناوہ سیلن، موٹرن لگو چلے چاو

شین زن گول غم ژلو دانہ دانے
عید آیہ لےٚ کروے شادیانے

ڈُر گنڈِ گنڈ پریہ تہٕ بیہ حوُرے
راجہ، فاطے، طہرتہ، بیہ نوُرے

ساز کرِ کرِ لوٚلوِ سامانے
عید آیہ لےٚ کروے شادیانے

جو شہ گر ز تل آرو آب شارو
ہوشہ وسہ راؤ عاشق بالہ یارو
لولہ مس چت مت گی مستانئے
عید آیہ تے کردے شادیانئے

رفوکرہ دے سمتوی نازنینو
زُونہ گندوے لولہ سان مہ جبینو
سالہ یہ ازمشتاق جاتانئے
عید آیہ تے کردے شادیانئے

# غزل

رو شہ وُن چھوم پوشئے متوئے    گوم کتوئے مشراولس بال
مارہ مرت سُند چھوم مارہ متوئے    گوم کتوئے مشراولس بال
پرزلہ وُن زن لورہ فتوئے    نظرہ اکہ گی کیناہ گرفتار
لولہ کرہس نالہ متوئے    گوم کتوئے مشراولس بال
نیب و نتم لارس تتوئے    وادہ لگہ یو کرتیز رفتار
نتہ مہنہ وُن دلوہ فترہ بتوئے    گوم کتوئے مشراولس بال

فند کرنم ژدل لتو لتوئے — خنداں کراں چھومے سُمار
ہُمہ چارِت خمارہ ہتوئے — گوم کتوئے مشراوئن بال
للہ وُں چھوم لولہ نارہ تتوئے — قولہ ڈولمت چھوم مدُ نوار
ہولہ مشتاق آرہ کتوئے — گوم کتوئے مشراوئن بال

## ریڈیو روف

آو سالہ جانِ جانان وسئے — ولہ کرہ وے ریڈیو آن وِ سئے
شاد سینی دل پریشان وسئے — دلہ کرہ وے ریڈیو آن وِسئے
گنہ بوزہ وے سہ وُں ساز و سیتار — منہ ناوُن روشمت ہے مدلوار
بوز گیو ونا عالیشان وِ سئے — ولہ کرہ وے ریڈیو آن وِ سئے
رنگہ رنگہ رنگدار جان پروگرام — بوزہ ناوان ریڈیو صبح و شام
غمہ نی منز اسہ ناوان وسئے — ولہ کرہ وے ریڈیو آن وِسئے
دور سکین گامہ گئین گام بھائین — کوہ بیتہ گئین دور افتادہ شائین
سارہ نی ہند چھوی پروانہ وسئے — دلہ کرہ وے ریڈیو آن وِسئے
جای امہ چی بھتر زرین پٹ دوکانئ — شولہ ناوان بازرن صبح و شامئ
شوبہ ناوان پانہ شوبانہ وسئے — دلہ کرہ وے ریڈیو آن وِسئے

ہار ساوَن آستن پوہ یا ماگھ — زان تھاوان دَمہ دَمہ چھی بیلاگ
ترٹہٕ آستن یا طوفانہ وِسیٔے — وَلہ کرٕہ وے ریڈیوٗ آن وسیٔے

دور ملکن ہنز کرہ ناوان زان — سون تمنی تہند اَسہ حال باوان
سیلہ نیوان چین جاپان وِسیٔے — وَلہ کرٕہ وَے ریڈیوٗ آن وسیٔے

یہ چھو ریڈیو برت اکِس کھوشایان — امہ رستوی روزن ماکہنہ جان
زندگی ہند بڈ چھو سامانہ وِسیٔے — وَلہ کرہ وے ریڈیوٗ آن وسیٔے

یہِ چھو ریڈیو سانوی جانِ جانان — ات امیرن غریبن سیٚت چھے زان
آوَ یے مشتاق بوزہ ناوان وِسیٔے — وَلہ کرہ وَے ریڈیوٗ آن وِسیٔے

## "ریڈیو وَنہ وُن"

سمِتوی سندرَو کرو ونہ والوٗی — جانن سانوی ریڈیو جان
وِزہ وزِہ وچھتو چھو ناگَسہ والوٗی — جانن سانوی ریڈیو جان
ریڈیو سیتی ہیوت سمجھوٗنوٗی — رٹھ رٹھ عالمچ سینہٕ زان
لوکیاہ آوتے اوس کیاہ پرالوٗی — جانن سانوی ریڈیو جان
تازہ تازہ لیہت سازسنہ والوٗی — رُوشمت دِل چھو نا منہ تلہ دان
شوقہ سان صبح وشام گژھ بوزنوٗی — جانن سانوی ریڈیو جان

پزہ ما جاہل کینہ روزولوُٹی　　ریڈیوتی وناں نی چھونا جان
دِل گرٹھ علمکہِ گاشہِ پرزلوُٹی　　جانن سالوٗی ریڈیو جان
ریڈیو سارِن گرٹھ آسولوُٹی　　ریڈیو فتح بھاوان زان
مشرق مغرب سیل کرہ ووُلوُٹی　　" جایہ جایہ ریڈیو شوبہ دولوُٹی
باغن بازرن شولہ ناوان　　گام تہ شہرُ نندہ بولوُ ی "
وسیلے مشتاق سالہ بیہ سالوُ ی　　سُبچ دت ریڈیو کرلو آن
تازہ بوزہ ناوٗون لولہ دنہ والوُی　　جانن سولوٗی ریڈیو جان

# غزل

مہ دل نیو دِلقرارن　　بوژہارن یار کتو گوم
سِتم کرِ ستمگارن　　بوژہارن یار کتو گوم
ییتھوی جلوہ حُسنک ہیو　　منور سما لماہ گو
مندچھ گیہ زونہِ نارن　　بوژہارن یار کتو گوم
بو درالیس کرانہِ لتس پت　　کران شمعس پیتے گت
دِمس ونِ نالہ مارن　　بوژہارن یار کتو گوم
غمک زولا نہ کرُ نم　　یہ کم افسون پرٕ نم

مہ وُس زاج لولہ نارن — بوزِہاران یار کتو گوم
اماکنہ چھوس ٹھکانے — وچھِن کرسو جانانے
چھومانتہ اغیارن — بوزِہارن یار کتو گوم
مہ بہ ہیے کامرانی — وچھِن بلہ یار جانی
پرزِہلان چھس آبشارن — بوزِہارن یار کتو گوم
ونان مشتاق یارس — چھوہیم منز کت شہارس
مہ والو یژ کال گارن — بوزِہارن یار کتو گوم

## "بٹہ کور"

ماہ چانے عاشقن گیِ دل کباب — نازنین بٹہ کورئے چھک ماہتاب
گل ہمیت وتھو آب ثارن اضطراب — نازنین بٹہ کورئے چھک ماہتاب
چانہِ حسنک گاہ ییہ پیو بر زمین — تاب و طاقت رُودکس ای مہ جبین
شولون چھوی روی زن فولون گلاب " — سرمہ خمارِ چشمِ بادمن
حال گومت کینہ ہن چھوی تی وچھن — موی ہیچالو چھو تُلمت انقلاب "
ژہایہ چھی وزلین وھٹن شوبان دنا — چھوی کتھن تہندوی شکر شیرین قند
یا کفن ہیرات چھ عاشق در عذاب — نازنین بٹہ کورئے چھک ماہتاب

زلفِ پیچن آولنسی منز چھ پوش  لسنہ کرِ کرِ عاشقن ہند حسن تہ ہوش
ڈلشہ وننی دل تہ گی خستہ خراب  نازنین ہٹہ گورے چھک ماہتاب
آوِلین تہ زاولین رنگین نمن  آی ہُرنے بار لیے زلفِ خمن
شانہ منز رت سینہ چانوی باحساب  ” ماچھوات کنہہ نشرہ چھوی حسنِ جمال
خستہ کر ٹھک واریاہ دل پایمال  سینہ میولوی چانہ جنیج بن کتاب ”
چھی بہن عاشق دچھین کھاور وتن  نازبرداری کران چانن کھتن
مایہ چانے کھاسنی بربر شراب  ” سولہ صبحن سندرہ ٹھوک ڈکسی کران
عاشقن ہندہ خوبنہ دلکوی چھوی نشان  ہیش بھگوان کیاہ سناد کات جواب
پانہ زانک ذاتکس میانس دچھون  دچھتہ بھگوانن مہ کیاہ ازلس لیکھن
چانہ زبوہ ئید بوزہ ثرائہ ہم اضطراب  ” آشہ چانے گیونہ لگو گستور کلِ
لالہ روین روئینی زرد یر زرد ل  شالہ مارن آیہ فل فل نو گلاب ”
بیوفا دنیا چھونا ای مہ جبین  دُورہ کوہ ادہ چین کھارت نرجبین
پُوش کس وہ لہ چھاوُن بینہ نوی شباب  ” خاموشی منز دل گوے چھوی بیقرار
ناوہ سیلن شالہ مارن چھک تیار  چون آلو ساز و سنطور یا رباب ”
ریشم و کمخواب اطلس چھک ولت  نافہ تاتار چھوی مولیس چھوی ملت
فیرہ نی آنا دچھکنا بے حجاب  نازنین ہٹہ گورے چھک ماہتاب

شوبہ قدچون زن سرو رِوان ‏ ‏ بلبلن کتو لو بہارِ باغِ جان
گووِنتِ مشتاق ساردی لاجواب ‏ ‏ نازنین بہ ما کو رسے جھک ماہتاب

## بچن ہندِ ہ خیطرہ

## "اِلتجا"

ژی سون یاور ژی غم خوارا ‏ ‏ پرٗوردگارا پرٗوردِگارا
اول تہ آخر ژی پائمدارا ‏ ‏ پرٗوردِگارا پرٗوردگارا
وزِہ وزِہ گوژھے چون دیدارا ‏ ‏ پوشہ نادتم شہ نازہ لوکہ چار
عِلمک تہ عقلہ ہندِ دم گاٹہ جارا ‏ ‏ پرٗوردِگارا پرٗوردِگارا
بدہ نِشِش کھاوتم دورے واراہ ‏ ‏ نیکین کھاو تم خدمتگار
مالِس تہ ماجہ ہند تابعدارا ‏ ‏ پرٗوردِگارا پرٗوردِگارا
حاصِل کرہ نادتم بے شمارا ‏ ‏ عزت و آبرو محبت تہ پیار
ژی نہ ادہ کس کرہ زارہ پارا ‏ ‏ پرٗوردِگارا پرٗوردِگارا
ژی سرمایہ تے ژی شہجارا ‏ ‏ چولوی طالب سارو سمار
چشمن گاش ژی جگر گ پارا ‏ ‏ پرٗوردِگارا پرٗوردِگارا

امیرن اسیرن ہند تاجدارا ۔ سارِنی ہند چھوک ژی طرفدار
غفلت معاف کر کرتم چارا ۔ پرَورِدِگارا پرَورِدِگارا
تو مس تہ ملکس ان نوبہارا ۔ ہمتہ میانہ سیتن یکبار
دود بلہِ دِلمی ژلہِ خارہ خارا ۔ پرَورِدگارا پرَورِدِگارا
رحمتس پنہ لس کر امید وارا ۔ نور گژھ روشن ژلہِ گرہ کار
دُدہ ونہ نی فیرہ سزارا ۔ پرَورِدِ گارا پرَورِدِگارا
مشتاق بندہ چون چھوی گنہگارا ۔ عالمس ژی چھوک بخشنہار
بوزلتس زاری شام سحارا
پرورِدِ گارا پرورِدگارا

**تمام شُد**



(کاتب غلام محمد محذومی)

